# تنبیہ



سرینگر۔ جنوری ۱۹۵۰ء

مرتبہ اوّل۔ جنوری ۱۹۵۰ء ۔ پانچ ہزار۔



غلام محمد تاجر کتب نے [illegible] پریس میں چھپوا کر سرینگر کشمیر سے شائع کیا

# پیام مہجور نمبر ۵

## نظم - ۲۲

### گلاس کُن

لالو لالو ہا گُلِ لالو حالِ دِل کرو اظہار

داغ ہیتھ کیٚتھو آکھ لالہ گوپالو تتہِ چھا ساری داغدار

تتہ عالمس منز آس خاموشی غمہ نشہ اوس مے کہ جہار

داغکِ اسباب تتہ آسِ ناباب تتہِ اوس سوکھہ نٔے قرار

نازک والنجہ کم وایہ دائق واتہ نو وُنی تٔہ آزار

تتہ تہِ چھا تتہ چی ہیش بے راہی تتہ تہِ چھا تیتھوی گُنہگار

تتہ تہِ چھا مبرزل تتہ تہِ چھا سِ فل تتہ تہِ چھا گُل تہ گلزار

تتہ تہِ چھا بُلبُلس وُش منز گل تتہ تہِ چھا ژالہ وُن بہار

تِہٕ تِہٕ چھا انسان مارٕنہٕ باپت انسان گرٲن ہتھیار

تِہٕ تِہٕ چھا ناتن معصوم بچن مِلتھ انسان گرٲن بم بار

تِہٕ تِہٕ چھا گوندٕ ول تِہٕ تِہٕ چھا آدینٕ تِہٕ تِہٕ چھا امِک ٹھیکہ دار

تِہٕ تِہٕ چھا ملہ گاہ تِہٕ تِہٕ چھا قوٕ باغ تِہٕ تِہٕ چھا وانہٕ ہار

تِہٕ تِہٕ چھا کنٹرول انتظام گول ہول تِہٕ تِہٕ چھا چور بازار

تِہٕ تِہٕ چھا ایہ لیکھن چین بٲگرٲن تِہٕ تِہٕ چھا نیتھ خانہٕ دار

تِہٕ تِہٕ چھا مسکین مرتھ تہٕ بے دین۔ دین دار دُنیا دار

تِہٕ تِہٕ چھا بے زر تہٕ بے زبان نادان۔ گاٹُل بٕہ سرمایہ دار

تِہٕ تِہٕ چھا زمیندار کاشتکار زان گار تِہٕ تِہٕ چھا بٔڑ چاک دار

تِہٕ تِہٕ چھا آژھن رنگہ رنگہ نعمژ کمین لگان نتہٕ مار

تِتہٕ نہٕ چھا ناداریُجرِم گُناہ گارِ بے خطا چھا یہ زٕ دار

تِتہٕ نہٕ چھا کمروِ بے پڑھتہٕ ایہٕ زیور پزٕ لوریہٕ زُوراوار

تِتہٕ نہٕ چھانِس تھوان نچرس اندرٕ پوٚزنیس آسہٕ گفتار

تِتہٕ نہٕ چھا زلوہ زٕنیٹھ بتہٕ سازندرِ دورہ وان موٹرکار

تِتہٕ نہٕ چھا کُنہٕ مس وقتُک انصاف بارہٕ ہاۓ ٹنیہ کران خوار

تِتہٕ نہٕ چھا عذابس لاگنہٕ یوان بے گُناہ تسِندِ رِشتہٕ دار

تِتہٕ نہٕ چھا ظالم شکنجس منٛز بھران مظلومہٕ سُندٕ طرف دار

تِتہٕ نہٕ چھا وقتکِ زبرک نہٕ گاٹلِ ظالمس فٕہان ولدار

تِتہٕ نہٕ چھا گوٚنہٕ ماتھ صُبحس وٕنان اتھ ارخلِس فٕہان دیوہ دار

تِتہٕ نہٕ چھا نجور تہٕ ہانہٕ ہتھ دُورِ کوکرِن چھکان نخنہٕ ہار

# نظم - ۲۳

وزنہ لوگ بیہ زِندگی ہِندُ ساز میون
ساز میون اظہار کرِ ہ وونِ راز میون

باغ میونئی گُل تہِ میون سُنبُل تہِ میون
بولہ وُن بُلبُل چھُ خوش آواز میون

پنجرہ منزہ نیرِتھ وُفُن یامنتھ ہیو چھُم
آسمانس پیٹھِ تہِ گو پرواز میون

کِمہ مذہبہ خون میون زونکھُ حلال
سروگ کُنُ نرہ ووُکھ وَنِن پیٹھ ماز میون

ختم گژھہ چنگیز خانی شور و شر

روزِنہٕ قایم تا ابد شیرازہ میون

راتہٕ مُغلس زندٕ روزِ کُس چمنس اندر

ینچہ دِتھ تس لنجہ کڈِہ شہباز میون

آسہِ یوّد فولاد تن اسفندیار

تس اچھِ کڈِن مارِہ تیر انداز میون

حملہ کرِہ ییم راز ہیُتھ دشمن اگر

یتھ کُہن تس لار کرِہ گمراز میون

دوپ یہ سازن بوزِہ کُس میون سوزِ دل

کُس چھُ مہجورس ورأے ہمراز میون

# نظم - ۲۴

## مزدورس کُن

فاتہ پھرِ شونگِتھ مٕنہ مزدورو تراو غفلت گژھ ہُشیار
ووتھ سپن اِستادہ ظُلمن چھکھ تہ کیوٚ ہمت نابکار
ووتھ غریبی مو مُمت چھکھ ہوش کر سنبھال دم
ووتھ ول کڑتاہ کال ووتھ ظلم و سختی ہنڈ شکار
ووتھ نظر کر گاش آو کھوت انقلابک آفتاب
چھن دودمت باغ پھولِتھ خام ہیتھ آو نو بہار
ووتھ رواجن عادتن ہنزہ پرانہ ہمہ زنجیرہ ژٹھ
نیر میدانس اندر ڈر تراو تہ ترن شاہ سوار
وودِنِ چھ انصافک تہ برزک زور ظُلمک دور گو
پرون دُنیا گو فنا وودِن کرتھ نو دُنیا تیار

چھُنی تِہ نو دُنیا بساوُن کرتہ سامانگ تلاش

اَتھ نوِس دورس اند سوُدنی چھُ چھُنی کاروبار

دار کرِ کار وقتس پتھ پیدا سپدا روتہ

ختم گژھ سرمایہ داری لگِہ تتہ جاگیر دار

ہا مزدورو گرِ سپتو اتھ داس تھاوتھو پھتو

حق پنُن حاصل کرِ پتہ پیکُن وون زا پار

دُنیہ پیچ دولت چھُ تھرِ کُن تمہ تھرِ زین

راج تمنٔی تاج تمنٔی راج دار گو تاج دار

یتھ نہ پرِ یُو ذات پھرات خاندان بَت تہ قوم

چھُو مزدورن ہیٔند کُنی اکھ قوم مزدورن سپُہان

ستھ وری برو وزن پیہ پھیرن تہٖ گرِ پیو وزن

[illegible] سرمایہ دار

# نظم - ۲۵

## بچاؤ کونسلس کن

واوہ سبجکٹ یوٗدرٕ ٹھ وانکھ مُلکِ امریکس اندر
لیک سکیس کونسلس منز حال سوٗن ون سر بسر

وورہ مولاہ اوس اسہِ پانےٚ بنیومُت خانہ دار
سانہٕ نتہٕ ہیبت گو رچھان پنہٕ نین نہ اسِ لُو ودِ در بدر

اوس بایاریاہ مِنتس پیچھ دمہ توٲے پوٗشُس نہ کانٛہ
اہرہٕ تسندہ ہیتِ آسِ وسہ ہان کم شیر نر

ہُمتک ہول گونڈ لگٕو نمِ کاوہ آہنگر بنیاے
ڈیرہ گنڈہ زوٗکھ کو ڈکھ پنہٕ قصہ کورُس مختصر

یام ژول باپار "بب سون" پست ہمت گو بیٹھا
آے لاران سون گھرہ ہمسایہ لوگکھ شورو شر
ویتہ پنن ہنیہ راتہ کمت دراو لونہ پاٹھ وورہ مول سون
اس ژھمن ہوین نہ ژول نزاون ناسہ کن پوت نظر
بے کسی ہند سان آو بوز با او سنگرو
آسمان ووہ وسیٹھا گو بنک انسانن اثر
اسہ بچاونہ اکھ جماتھاہ آیہ لاران آسمان
لتہ ہو نجہ گیہ اس سیٹھا دبر لج گمرس سانس اند
نبرہ اوس وتہ کون گومنت اندرہ موکلیو کارو بار
"بب" نہ ژول نب ژو وکھنس بنلیہ حالت گیہ بتر

اکھ چھُ پاکستان وَنان بیاکھ وَنان ہندوستان

اَسہِ چھُ فی الحال پاکستان تِتھ نٲوِس زیر

بخشتن اَسہِ ترٲوِتن وَلِن توٚکھ اَسہِ گژھِتی چھُ جان

اَس سنبھالوٚ گھرٕ پَنُن یِم بیرِتن ساری پیر

ملکہ منتزٕ کَڈِ توٚکھ یِم داہ گادا اَسہِ گژھِتی چھُ جان

اَس کَرَو پانٕنٕے حکومت دعوےٰ پَنُنی اوس مختصر

دوہ کٔنی گییہ وقت لوٚگ تاریخ گردانی سپَن

اَس چھ وولِن زانان توٚہہِ چھُوہ پَنٕنِس اندر کھوچہٕ

غیرَن ساںٔس کَرو توٚہِ گوٚت کالا امتحان

اَس مَرو غیرس کھورن تَل ناہ تہٕ توٚہہ راوِو نہٕ سَر

# نظم - ۲۶

ساقیا بےتاب کورتھس پادِ تھس ژھٹ شراب

ژادِ تھم غمگین دِلس منز وُدوسونگ اضطراب

ژاوُ چھنک داوا غمس ہیبت پانس کیاہ اوُن

لُبان کمت عیش و راحت راتہ دُکھلن کمت خواب

آو لُن تھ پیالہ پھیران ژاں رانس دوہس

وُتھ نہ آسن وِلِ دریاون تھس اکھ قطرہ آب

سنگ تُکس تِ ژادِ پا وُک وقت گو تُو دور آو

بس ہُرہن منز تو آسن روزہ سی وِزِن کامیاب

ولولہ جوش و حباب و اضطراب ہمتاہ

پیدہ گژھ یا چھِ تِن اندر تِ گو انقلاب

ہیوٗن ہُرِیب مال وجان ہیتھ ترامہٕ ہٕنٛسن کنہٕ تہٕ آو
مال ہُمُم جان چھِم باقی گڈان وُچھ تو حساب

نخوت پچ کھرن لجکھ اوزار ظُلمک تیز گئے
دٔتنہٕ وِزہٕ مُعترض ظُلمچ تہٕ غلامی ہٕنٛز طناب

پھِرِتھ ہٕ لوکھ باغ چھاوِن گُل یُن بُلبُل گیوٗن
کیا ہرج کمٛژن تِژھن ہندِ خانہٕ پوٗ وسیٚنن خراب

غرضہٕ پنہٕ سٕنی ہم چھ آزادیہ مُلکچہ برخلاف
وقت بلہٕ ثابت کرکھ پنہٕ ین شٔرِن کیاہ وِن جواب

یک طرف ہٕ تہٕ ترأو وتھ اے دُشمنِ گلزارِ قوم
چھم کُوٗلِن اسگ واتہٕ ناوُن سانہِ کولہٕ سیہ ہیوٗ آب

واوأسہ ناوان گُلن مہجور وِزہٕ نادان دِلن
ہم نہٕ امہٕ تیٚتھ بے خبر کیاہ گو گُناہ کیاہ گو ثواب

# نظم - ۲۷

پوشہ نُو لو ہوشہ سان رۄزۄنہ دراو یِیہ سۄنتھ آو
رنگہ رنگہ پھولِ پوش باغس ییٚرٕ نہ گلزار چھاو
ینچرس منٛزٕ اکھ اتھ منٛزٕ وأنٛس گُذراوان آکھ
کھُلہ فضاہس منٛزٕ وُن ہیچھ واش کڈ وسواس نراو
آے تن چھے پوشہِ نفرہ بیٚتھ لیچہ خوش چھُنی نتھ پھک
باغوانیٔ غیر آسی پیس ژٕ یارٕ وزی یہ یاو
شراوس زان قدرو قیمت یاوُن لُن کاتھ مفاد
بھاے ورزنہ لُکھ ارزِنہ اُلفنگ ہس باگراو
فیض گو سُیٔ وانہ بُس عامن تہ خاصن ورنہ کیا
کس نہ شۄہرا ولِ نگ بیتہ بہار ینٛدر فغہ آشناو

ژٕھنس سنگین ہزارٕ دُن بدلہ ہیوٚن چھُنہ کانٕہہ کمال
پیتھ سلوکہ کرتھ نِش نتہ لولہ سان ہیہہ چھوٗلن ناو

ورلے وارِل باغہ منز چانٕ اوٚرن پیٚیر زندگی
تٕہ نہ اگر وارِل نکھ پیٚس گو برابر آو جاو

چانہ پانٕک خارہ جگرس منزٕ پٔن چانہ اورن
ژاے باغس منز دپان چھک یم کرن ہیوٚنی بچاو

دِگ ستت سُتر زانہ ہمسرن غیر زانن کیاہ خبر
تھزگہاہ دِتھ چانہ وارہ بیٚت چھس وارِل نہ کاو

زوٗ ب ہاٹکھ چھُ ڈُرس خطرہ وِچہ واوک نہ چھُس
گھاٹ چھی دُرنہِ دُور وارہ داو وُچھ تہ زاوناو

اوس گلزارس اندر مہجور وایان لولہ ساز
از وپان بُلبل نہ کیاہ گو پنجرس منز کونہ ژاو

# نظم - ۲۸

نۆوٕی شۆر اچھ ؤنِن کِن باغن جانا ورن اندر

نۆوٕی سوزان چھ نُمت پوشہ نۆلۍ بنجرن اندر

سیٹھا پکِ پکِ نہ تھکِ تھک کاروان چھنہ منزلس واتان

خرابی قسمتچ چھا یا چھ خامی رہبرن اندر

بہارس تلہ گرتھ ہن دورانہ ہن ویٚبرس پیرا وتھ

فضا چھنہ صاف تمہ کِنہ گگن گران پیٚرن پھرن اندر

ژھیپس منز زندگی ہندِ زیادہ دوہ پیو وقت گزراوُن

چھ باقی قوت پرواز وُنہ ہیاین پرن اندر

نظر شاہبازہ سنز چھنہ بستہ بن پیٹھ چھس ٹھہرہ وارہ

بنن ژوٗنی چھ تھاران باغبانو سنگرن اندر

نہ اَزِ کین عاشقن اندر تمنا سرفروشی ہیُـد
نہ شانِ دلبری قایم چھُ ازکین دلبرن اندر
وستھ بون بون گرزان ہیم آرہ گرتھ ونچھیم چھکنہ پوان
یہ شور و شر یہ بدمستی وُچھکہ کرآگرن اندر
بڈین ہندین گھرن اندر چھُ جانگ ڈرنہ ناکک ذر
چھ ہمّت تے دلیری مُفلسن ہندین گھرن اندر
چھ اکثر پاک سیرت دُورہ روزان تھایہ کُورنش
توے لوب کُن چھ رٹھ جایے ہیم پوشہ سرن اندر
ہیکان چھنہ روف کرِتھ اُستاد میانن سینہ کین جاکن
گمر گمر دریاہ پیدا چھ شاید روف گرن اندر
تہ تھوو مہجورہ قایم شانِ خودداری زبانس منز
یوہے جوہر چھ از ناباب سانین شاعرن اندر

# کلامِ مہجور

نمبر ۱ و ۲ و ۳ و ۴ و ۵ و ۶ و ۷ و ۸ و ۹ و ۱۰ ۔ چھ تیار ۔ قیمت فی حصہ ۲ ۔

مکمل کلامِ مہجور ۔ داہ وے حصہ اکیسی کتابہ منز ۔ فی جلد عہ ۔ مجلد ۸عہ

## امہ علاوہ

## مدرسن ہنزہ بپہ پرتھ قسمچہ

# کتابہ

رجسٹر بہ ۔ بہی کھاتہ ۔ روزنامچہ ۔ دعوتی رقعہ وغیرہ ۔ ڈایری ۔ نقشہ

کاپی ۔ قلم ۔ کاغذ ۔ میل ۔ دوات ۔ پنسل ۔ نب وغیرہ

گرٹھن سروگس مولس بپہ وانہ ہین :۔

## علی محمد اینڈ سنز تاجرانِ کتب جبہ کدل



سرینگر کشمیر

